# ہم کال شاعر

(۱۹۶۰ء تا ۱۹۸۰ء)

ترتیب کار :-

غلام نبی ناظر



ساہتیہ اکادمی

سرورقہ کس پٮ۪ٹھ ىس صفس پیٹھ ییمہٕ سنگ تراشی ہنٛدٕ نمونہٕچ تصویر چھےٚ تتھ منٛز چھ ترٛےٚ جوتشی بھگوان بُدھ سٕنٛزِ ماجہ مہارانی مایا ہنٛدِس خابس تعبیر کران تہٕ ژٕتھ لیونہٕ کنہٕ چھُ اکھ کاتب یتھ یہ تعبیر لیکھان۔

یہ چھےٚ شاید ہندُستانس منٛز لیکھنہٕ ونِچ قدیم ترین تصویری مثال۔

(ناگ ارجن کونڈ۔ دویم صدی عیسوی ؛

(بشکریہ نیشنل میوزیم۔ نئی دہلی)

# ہم کال شاعر

(۱۹۶۰ء تا ۱۹۸۰ء)

ترتیب کار :-

غلام نبی ناظر



ساہتیہ اکادمی

*Ham-Kal Shair*: An anthology of contemporary Kashmiri Poetry
Co[...] Nabi Naazir, Sahitya Akademi, New Delhi
(19[...]





پہلا ایڈیشن : ۱۹۹۰ء

ساہتیہ اکادمی

ہیڈ آفس

رویندر بھون، ۳۵۔ فیروز شاہ روڈ۔ نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱
سیلس آفس: 'سواتی' مندر مارگ۔ نئی دہلی ۱۱۰۰۰۱

علاقائی دفاتر:

جیون تارا بلڈنگ۔ چوتھی منزل، ۲۳ اے/۴۴ ایکس۔ ڈائمنڈ ہاربر روڈ، کلکتہ ۷۰۰۰۵۳
۱۷۲، ممبئی مراٹھی گرنتھ سنگھرالیہ مارگ، دادر، بمبئی ۴۰۰۰۱۴
۲۹، ایلڈامس روڈ۔ تینام پیٹھ، مدراس ۶۰۰۰۱۸

قیمت: SAHITYA AKADEMI REVISED PRICE Rs. 50-00 روپیہ

مطبع: دیپ پرنٹرس، دلی ۱۱۰۰۰۷

# ترتیب

# یَتھ کِتابہِ مُتعلق

ساہتیہ اکادمی ہِندِ طرفہٕ آیہ فروری ۸۷ءیس منز مےٚ یہ ذِمہٕ وارۍ دِنہٕ زِ بہٕ دِمہٕ یہ کِتاب ترتیب تہٕ یہ گرٛژھہِ مئی ۸۷ءکس آخرس تام تیار سپدٕنۍ ۔ گویا لگ بھگ ترٛےن رٮ۪تن منز یہ کٲم مکمّل کرٕنۍ اُس نہٕ سہل کتھا کینہہ ۔ بہر حال پیوٚو مےٚ توتہٕ اکھ رٮ۪تھ بٔنیہِ تہٕ ژِیر کرُن تہٕ یہ کٲم یتھہٕ تتھہٕ انجامس واتناوٕنۍ ۔

از تام چھپےٚ یہ کِتاب پانژو شُنیو وٕری یو پیٹھٕ مُختلف ادیبن لیکھتہٕ باپتھ پیشرٕ نہٕ آمژ مگر یہ آیہ نہٕ اکہِ یا بیٚیکہِ وجہ کِنۍ وُنیکُس تام ترتیب دِنہٕ ۔ چونکہ ساہتیہ اکادمی ہندٕن باقے علاقٲیی زبانن منز چھپےٚ یژھہ کتابہٕ کےٚہا ترتیب دِنہٕ آمژ ۔ مےٚ کرٕ پننہِ طرفہٕ حتی الامکان کوشِش یہ کٲم گرٛژھہ وونۍ ضرور اتھ واتنۍ ۔

ساہتیہ اکادمی ہندٕ ہدایات اٲسی یتھ کِتابہِ متعلق یتھہٕ کٕنۍ :-

۱۔ کِتاب گرٛژھہِ اَٹھہٕ صفحن ہنٛز پلیٹہٕ والین (DEMY OCTAVO SIZE) کُل ۱۴۴ ہِن صفحن پیٹھ مُشتمل آسنۍ یتھ منز ۱۳۰ صفحہٕ شاعری باپتھ تہٕ باقے ۱۴ صفحہٕ "زان" بیترِ لیکھنہٕ باپتھ آسن ۔

۲۔ اتھ اندر گرٛژھن ستہِ پیٹھٕ پنداہ تام شاعر شامِل سپدٕنۍ ۔

۳۔ یم گرٛژھن "ہندوستٲنۍ شاعری ہِندہ اعلےٰ نمونہٕ" زانٛتھ پوٚرہٕ پاٹھۍ ژارنہٕ یِنۍ ، تمو شاعرو اندرٕ یُہند کلام ۱۹۶۰ء پیٹھہٕ ۱۹۸۰ءیس تام کُنہٕ صورتہٕ گوڈنکہِ لٹہٕ چھاپیس کھوٚتمُت آسہِ ۔

مےٚ بیٚیہِ ژٔتی مس چھپے ملتِس کلامس ، رِسالن تہٕ کِتابن ہندِس نظر وٕژھ میانۍ کِنۍ گٔژھہِ اتھ منز تیوٚہ زیادٕ شاعر شٲمِل سپدٕنۍ یُہند

اکھ فہرست میٚہ تیار کوٚر تہٕ سُہ سوٗزُم کٲشِرؠ ایڈوائزری بورڈٕکِس ہیڈہٕ
صٲبس تہٕ میٹنگہِ منٛز حٲضِر ممبر حضراتن یہ چِٹھؠ ہیتھ زِ توٚہؠ دِیِو پنٕنؠ مشورٕ
مگر کٲنسہِ سوٗز نہٕ یِپکھِتھ کیٛنہہ، صرف ووٚنُکھ زبٲنؠ زبٲنؠ۔ تِکار میٚہ اوس
پتہٕ تِمَن یِیہِ کھمٕت زِ اگر تہٕ توٚہؠ پسند ہِن دوہت تام پنٕنؠ مشورٕ ہیتھ جواب
دِیِو، پتہٕ چھُ میٚون کرُن تِمہنٛدے کرُن۔ امیُک نقل سوٗز میٚہ ساہتیہ اکادمی
ہِنٛدِس سیکریٹری صٲبس یہ عرضداشت ہیتھ زِ تیداد ہیکا بہٕ ہُرراوِتھ؟ تِمو
دِیُت کھُلہِ دِلی سان جواب زِ تیداد شاعرن ہُنٛد ہُرراوُن چھُ ووٚنی توٚہؠ
تام مگر ضخامت گژھِ ہنہٕ ہُرٕنؠ۔

امہِ پتہٕ یِنو میٚہ اتھ سلسس منٛز ساہتیہ اکادمی ہِنٛدِ کٲشِرؠ ایڈوائزری
بورڈکِس کِنوینرس سیٛتؠ مشورٕ کٔرِتھ اکھ ہدایت نامہ یِتھ۪ہِ خٲطرٕ زِ یِتھ زن
ساہتیہ اکادمی ہُنٛد منشہٕ تہٕ پوٗرٕ سپدِ تہٕ مناسب شاعر اتھ منٛز شامل کرنہٕ
تہٕ گژھِ سہل۔ سُہ چھُ یِتھ کٕنؠ:-

١/ شاعر گژھِ ١٩٦٠ء یس منٛز کم از کم ٢١ وُہرٕ آسُن، یوٚہے شاعر
واتہِ ١٩٨٠ء یس تام میٛانؠ کنہِ پوختگی ہِنٛدِس تسلّی بخش معیارس تام تہٕ یِم
شاعر یِم ١٩٦٠ء برونٛہہ رحمتِ حق گٲمتؠ آسن، تِم ییٚن نہٕ اتھ منٛز شامل
کرنہٕ۔

٢/ شارٕ نموٗنہٕ ترارنس منٛز تھوِ میٚہ یِمہٕ کتھ تلٕ تِل:-

(ا) سُہ شاعر یُس یِتھ۪ہِ اکھ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ شارٕ سوٚمبرنہٕ چھاپٕ منٛز
آسن، بشرطیکہ اکھ کِتاب یا پکھِتھ آسہِ تہٕ تمہٕ شاعری منٛز سرگرمی سان
حصہٕ ہیٚون ترٛوومت، ہیٚتِس شاعر سندی قی میٚہ عموماً ترٛیہ نموٗنہٕ۔

(ب) ہیٚیِمؠ شاعرن کتاب آسہِ نہٕ چھاپہٕ، ہیٚنٛچھِ مگر کلام آسِن تیوٗت
لیوکھمت یہ زن اکِس کتابہٕ یا تمہِ کھوتہٕ زیادٕ صورتس منٛز چھپومت آسہِ یا کینٛہہ
حصہٕ چھپیٚتہٕ آسہ، تِہنٛدی قی زٕ زٕ نموٗنہٕ۔

دِج، یِمَو شاعرو اَتھ دورس منز جان مقدارس منز تہٕ جان معیاری کلام لیوٗکھمُت تہٕ رِسالن بیتر منز چھوپمُت چھُ مگر پتہٕ چھِہ ظاہری طور خاموٗش یِتھے سرگرمی سان تِہِند سیکھُن چھُنہٕ دہرس کھسان۔ یا آسکھ بدل کُنہِ فنس سیتی تعلق گومُت، تِمَن ہُند نیوٗ اکھ اکھ نموٗنہٕ۔ ط۱

میٚنہ بنوو یتھ کُنہٕ لگ بھگ ترٛٚہن (۱۳۰) شاعرن ہُند فہرست تہٕ سارِنٕے سُوزِم خط کلامہٕ حوالہٕ سان سوزنہٕ باپتھ یتھ نزن میٚنہ آسٲلی گزٕھِ ہیے ۔۔۔ مارِچہٕ کس گوڈٕنِکی ہیے ہفتس منز ۱۵ دادہ وقت دِتھ۔ مگر صرف دِیت کینژٕوے جواب یِمَن منز کیٚنہٕ بُزرگ تہٕ شامِل چھِہ تہٕ اکثرو دِیت نہٕ جوابے۔ کیٚنژن گوس پانے دہ یہٕ دہ یہ ترٛٚییہ ترٛٚییہ لٹہٕ ووٚنمکھ مگر توتہٕ سُوزکھ نہٕ۔ بہرحال پیوٚو میٚہ پتہٕ مناسِب قدم تُلُن تہٕ زَن گوڈٕ کلچرل اکیڈمی ہِندِ شیرازٕچ فایل تہٕ نیب رسالچ فایل بیٚیہ کیٚنہٕ گُلریز رِسالہٕ تہٕ کیٚنہٕ کاشُر ادب، سون ادب فایل، کشمیر یونیورسٹی ہِندِ کاشُر شعبہٕ کہٕ انہارٕچ فایل بیتر تہٕ شاعرن ہِنز پننہِ لیچھمٕژ کِتابہٕ ریٚچھ میٚہ برونٹھہٕ کنہٕ تہٕ دِژِم یوٗت پنُن پانُن تیوٗت ژٲرِ تہٕ پیٚچھی مِہ حسابہٕ گوڈٕم نموٗنہٕ تہٕ کتاب دِژِم ترتیب۔

پتہٕ سپٕز ساہتیہ اکاڈمی ہِندِ کشمیری ایڈوایزری بورڈٕچ میٹنگ ۲ ستمبر ۱۹۸۷ء شہرِ کشمیر یونیورسٹی ہِندِس گاندھی بھونس منز منعقد۔ یتھ منز بورڈ ممبرو علاوٕ ساہتیہ اکاڈمی ہِندی سیکریٹری صاب تہٕ ڈپٹی سیکریٹری صاب تہٕ شامِل آسی۔ یتھ منز یہ مسلہٕ سوٗرے مواد ہیتھ زیرِ بحث آو تہٕ ساری حالات واقعات

---

ط۱ صفن ہِندِ آدرنہٕ کہٕ حسابہٕ بیترِ آسہِ اتھ منز کُنہٕ کُنہٕ مُمکِن چھُ فرق تہٕ آمُت، یعنے کُنہٕ آسن ترٛٚسے یو بجایہٕ زٕہے یا دہ یو بجایہ ترٛٚییہ نموٗنہٕ رٔنہٕ آمٕتی مگر تہٕ آسہِ خال خالے۔

(ناظر)

(۳۷)

تہٕ وقت تھٕرِ تَل تھٕوِتھ آوزِٹھ واتھ گژھ تہٕ پوٚرٕ دِل دِتھ یمنٕے ستہٕ ژٕ ہتھ[1]
شاعرن ہُندٕ اکھ فہرست ترتیب دِنہٕ یِم زٕن یتھ کتابہٕ منٛز شامِل چھِ سپدی متی۔

میٚہ چھ پننہِ طرفہٕ لوٚت پلیش رٕپلم تیوٚت ژٕآرٕ گژھنہٕ یِمَن شاعرن ہنٛدک
امہِ دورٕکی چھپیمتہِ مواد منٛزٕ رٕتی رٕتی نموٗنہٕ پیش کرنٕچ کوشش کرٕ مٕژ۔ مگر
اکثر شاعرن ہنٛزِ پانہٕ نموٗنہٕ ژٕآرِتھ دِنس منٛز سہل انگاری کرنہٕ کِنہٕ تہٕ وقت
کم میلنہٕ کِنہٕ ما آسہِ کُنہِ میٲنس اِنتخابس فرق روٗز مُت، سو چھہِ درگُزر کرنس
لایق۔ ہر صورتہٕ چھیہٕ میٲنی یہے کوشش روٗز مُژ یہ زِ جایہٕ کھوتہٕ جایہٕ
گژھی رٕتی نموٗنہٕ پیش سپدنی۔

میٚہ چھیہٕ وومید زِ یُس ژھرہٕ برگاترس ادبس منٛز یٚمہِ کتابہٕ ورٲے
ادبی حلقن منٛز تمہِ دورچہٕ شاعری ہنٛدِ نموٗنہٕ آسہٕ کِنہٕ یاد گومُت اوس سُہ ییہِ تہٕ تہٕ
وارٕ ہیس حدس تام پُرٕ دِنہٕ۔ تہٕ میٲنی یہ مِہنتھ کھسہِ ضرور وِتہٕ۔

( غلام نبی ناظر )

---

[1] یہ تعداد رٕژھ دیتہٕ کینٛہ شرد ناگزیر حالاتو تہٕ تولٕنی مجبوٗری کِنہٕ صرف ژٕ دیتر ہے۔ یعنی اکھ
ہنٛد گوٚد نہٕ تولٕنی وارِث دٔسیاب تہٕ دوٚیم گوٚر تہٕ قبوٗلے یتھ سن تمبرہٕ منٛز شامِل سپدُن
بیتر بیتر۔

( ناظر )

(۳۴)

# زان

کأشرِ اَدبُک وٲرِ چھُہ رنگ بھنگ سارٕن تِمن ہتُن وُری ین ہندِس وُسعتس
وِحاطہٕ کرِتھ ۔ اَتھ وٲرِس اندر چھُ یہ ادبُک پوشہٕ باغ مختلف رنگن ہندی
لوکٕٹ لوکٕٹ چمن، ہیتھ اکھ دِلکش، حسین تہٕ خوبصورت گُلستانُک حیثیت پرٲوِتھ۔
یمن بیون بیون چمنن چھِ پنٕنہٕ پنٕنہٕ قسمکی پوش یِمن پنُن پنُن رنگ تہٕ خوشبوے
ہیتھ اکھ روتبہٕ تہٕ شان ڈالِہ اَنان ۔ یہ ادبُچ تہٕ شاعری ہُنر پارٲو کرِتھ
مہر نیٖچ چھیٖہ کُلِ عالمس پانس کُن مائل کران رُوز مٕژ۔ تمام وُنی یہکی عالم
فاضل تہٕ تحقیق کار چھِ اَتھ کُن مآل بران روٗدی متی ۔ وار یاہ آیہ یمو یہ زبان
تہٕ یتیکُ تہذیب تہٕ تمدُن تہٕ انسانی قدرٕ وٕتٕھناوِ، پرکھاوِ تہٕ دٕہرس کھاچہ۔

کأشرِ ادبُچ لرٕ چھیٖہ بُنیادی طور شاعری ہندِ سے ہٕتس پیٹھٕ تامیر
سپزٕ مٕژ ۔ یاد روٗ اَتھ گُلستانس اندر ییٚس گوڈنیکُ چمن اَسہِ نظرِ گژھان چھُ
سہ چھُ للہ واکھن تہٕ اُتھی پتے شیخہ شرُک بن ہُند (۱۳۳۰ء تا ۱۴۷۰ء) ——
اَمِ پتہٕ وُرِ یہ ہتھا گُرِ ھتھ کوٗرُس حبہٕ خوتونِ پنٕتو حسین ، دلگُداز تہٕ نزاکتہٕ
بوٗرتھو وٕژنو سٕتی بیاکھ شوٗبہِ دار چمن شیرِتھ تہٕ پیرِتھ حوالہٕ تہٕ یہ شولیو
تہٕ پھوٗل یہ گُلستان جادوے (۱۵۷۰ء —— ۱۶۰۰ء) ۔ اَمِ پتہٕ بیٚیہ وُریہ
ہتھ ڈُوڈا مُزہم مُزہم پکان ییتھ منز پتہٕ شاہ قلندر ، مومن صاب تہٕ سوچھ
کرال ۔ بیٚترِ تہٕ پنٕنہٕ تصوفُک موٗلُل مال ہیتھ درایہ ، گوٗو محمود گامی آفریدہ
یمہِ اَتھ باغس رنگہٕ رنگہٕ چیو پوشہٕ ژاآژو تہٕ چمنو سٕتی وُسعت بخش ۔ تمیٚ لیکھو
وژُن ، غزل ، نعت تہٕ مثنوی بیٚترِ ۔ ییتھہٕ کُنٛ کوٗر تمیٚ یہ ادب مالا مال ۔
اَمِ پتے کیٚنژو سالو دِیت رُسُل میرن غزلہٕ یِمنٛ اکھ خاص مزاج اکھ تغزل
وزن ، موسیقیت تہٕ خیالن تہٕ جذبن ہُنز ہم آہنگی ، زبانی ہُنٛد حُسن تہٕ

شۆبہٕ دار ورتاو، تشبیہہ، استعارٕ تہٕ پیکر تام ووہ بریہہ شاندار زگس منز کأشرِ غزلِہ اندر۔ تہٕ کأشر شأعری لج تارکن ہندی یأ ہتھٕ ہیوہ لنہٕ واریاہ نوٚی خدوخال تأوی کأشرِ شأعری تہٕ اہم شأعر گیہ یأدٕ اتھ دورس منز یعنے مقبولِ شاہ کرالہ وأری، عبدالاحد نأظم تہٕ پرکاش بٹ بیترِ (۱۷۶۵ء تا ۱۸۸۵ء) اُتھی لرِ لۆر پۆک تصوٗفک تہٕ دیچی شأعریک ہندیاکھ تہٕ اہم سِلسلہٕ یُس زن پرمانند تہٕ رحمان ڈار نہٕ پیٹھ شۆروٗع سُد تہٕ احمد راہس تام ووت اند۔ اتھ دورس منز چھِ نعمہ صاب، شمس فقیر تہٕ وہاب کھار، عبدالاحد نادم، کرشنہ راز دان تہٕ احمد بٹواری پنٕنی اکھ الگ تہٕ موہ لُ کردار پیش کران تہٕ شارٕ سرمایس رنگہ رنگہٕ بٕرٕ تٕرٕ کران تہٕ اتھ منز تہٕ آیہٕ واریاہ صنفہٕ بارسس۔ خصوٗصی علامژن، پیکرن، استعارن، کناین تہٕ ایہامہٕ دار بیاتن ہُند شۆبہٕ دار برٕ تٕرٕ سپد۔ نعمہ صأبن تہٕ شمس فقیرن مخصوٗص اندازِ بیان تہٕ رحمان ڈارن شیش رنگ چھُ خاصکرتھ اکھ اعلانوٚ نوٚ تہٕ امہٕ پژرک۔ اُتھی لرِ لۆر پۆک جنگ نامن تہٕ باقی مثنوٚین ہُند بیاکھ سِلسلہٕ تہٕ یُس ٹکھمن جوٗ بُلبُل سِندِ پیٹھ شۆروٗع سپد تہٕ احد زرگرس تام ووت اند۔ اتھ اندر چھِ امیر شاہ، حقانی، ویشنہ کول تمہٕ پتہٕ لسہ خان فدا بیترِ شأمل یتھ کٕنی روٗد یہٕ دور تہٕ ۱۸۰۰ء تا ۱۹۸۰ء پتہٕ الگ ترایہٕ چلوٗن۔ اتھ دورس منز چھُ صمد میرن تہٕ اکھ منفرد تہٕ مخصوٗص رول روٗد مُت۔ توٚمی لوٚی قالب آیہ اظہارٕکی گرٕ تہٕ۔ زبان گیہ بجاہ صاف تہٕ شۆوذ۔ علامژو تہٕ استعارو تہٕ پیکرو رۆٹ نوٚو رنگ تہٕ مزاج (۱۸۰۰ء تا ۱۹۸۰ء)

رسا جاودانی تہٕ مہجور بیترِ گیہ روایت پسندی سیتی سیتی ہیتھ جدید تصوٗراتن تہٕ تبدیلین ترِ پھانپھہٕ جارٕ بخشان، یأدٕ۔ تہٕ تورِ زمانکی لوأزِ ماتھ تہٕ ضۆرۆریاتھ محسوٗس کٕرِتھ ہیوتکھ نوٚو مزاجٕ تہٕ رنگ دہرس کھالُن۔ ووہن گوٚو رسا روٗد اصل مرکزس نش دۆر روزنہٕ کنی ہنا سۆت ابتداہس منز گمر پتہٕ

رلوو تمۍ تہٕ نوو رس سیتۍ پنن قدم کامیابی سان تگر پنن مخصوص رنگ ہیتھ۔

۱۹۴۷ء چہ آزادی برونٹھ ہہن اوس مہجورن ، آزاد ہیتھ اکھ نوو آلو دِئن ہنو تمت ییتھ منز کاشرِ شاعری سیاسی تہٕ ترقی پسندی ہُند رنگ رٹیتھ پالنس اندر گنجایش پاد کرِتھ تھاو۔ یمو دوہ نوے دے لیکھی تتھی پاٹھۍ یمو تحریک آزادی کامیاب گژھنس منز تہٕ اتھ رۆٹ کوٚر تہٕ لوکن منز تہٕ نو بیداری آنی ۔ یمو کوٚر قوم متحرک تہٕ تصوف تہٕ محدود رِوایتی عشقہٕ شاعری نشہٕ رودی بچی تھے۔ علامہ اقبال سُند اثر پیوو پورٕ پاٹھۍ ، کُنہ آو سیدٕ سیود شہ ترجمہ کرنہٕ تہٕ کُنہ آو تشبدس مواد سُ اللہ کھول کرِتھ پنن دود تہٕ دگ باوُنہٕ۔

مہجور سیتۍ اکہِ طرفہٕ لوکن منز بیداری پاد کرنس لوگمت اوس تتہِ اوس سُہ روسل میرنس دِتی ہتس گُلس تہٕ گوڈ بران تہٕ سیتی تتھ شاخ تراشی کران تہٕ نوی نوی دیوتی پیوند تراوان ، توے ووٚن تمۍ سہ

"اتھ درد صوٚرتہٕ پردٕ تلتھ گوٚوشہ روٚسل میر

مہجورٕ لاگتھ آدبیہِ دُبارٕ اُتی روزٕ"

آزادن تہٕ پتہ غزل تگر تتہِ تہٕ روزلس ترقی پسندی تہٕ اشتراکی تاثیرچ لیہ ہن سیتۍ ۔ "ڈرِ یاو" نظم لیکھنہٕ تروو تمۍ نظم لیکھنک اکھ نوو بیانتی تہٕ خود گفتاری اندازک طرح ۔ اتھ پتہٕ پتہٕ اوس عارف تہٕ فاضل تہٕ پننۍ پننۍ الگ رنگ ہیتھ ییکان۔ ۱۹۴۷ء سیتۍ گوو شاعرن ہُند اکھ نوو کاروان یادٕ ییتھ زن علمی طور وار یاہ ادیب بروٚنٹھ بروٚنٹھ آسہ تہٕ تگر شاعرانہ رہنمائی تہٕ پہیک نوہرہ ہیتھ اوس دینا ناتھ نادم[۱] اکس پوشیدہ شاعری ہندِس خزانس پتھ پیٹھہ ہنا ہنا تلتھ پیش کرِتھ نِفنہس منز گرہٕ تہٕ الہ الہ تُلان۔ گوڈ گوڈ اوس نادم اردوہس منز لیکھان پتہ پیلہِ کاشرِس منز "نغرۂ شباب" نظم ہیتھ

---

۱۔ دینتہٕ چھہ لیوان تہٕ نادم صاب کوٚر عارف صابنہ مائل گوڈ گوڈ کاشرِس کُن ۔

آو (امہ برونہہ تہٕ اَس ژادِ من اکھ نظم کتھ تام مشاعرس منز پُرمژ یتھ ہندی زبانی ہُند جاد اثر اوس) ۔ امہِ پتہٕ لیچھہِ تمو وار یاہ نظمہ تہٕ نوٚوی نوٚوی اندازٕ ہیتھ دراو ژادالس منز ، تمہِ پتہٕ رلیوٚ تس سٟتی اکھ کاروانا ہ یتھ عارف ، راہی ، کامل تہٕ فراق بیترِ سٟتی سٟتی آسی پتہٕ آو عازم بیترٕ تہٕ یِمو زٕن کاشُرِ شاعری اندر اکھ انقلاب پادٕ کوٚر اگرچہ تمو منز وار یاہ خامیہِ تہٕ آسہٕ مگر اکھ زُد زبتھ تہٕ اکھ نو ہر آو بارسس ۔ آلو اوس لگ بھگ سارِنی کُنے ووں گوٚو رنگ تہٕ طرح آسی بوٚون بوٚون ۔ کینٛہہ رلوایت پسند شاعر اوٚ کیوٚرِ نہٕ آوتھ رٕ دی ساری ترقی پسندی ، وطنی محبتس ، سیاسی کشمکش تہٕ سیاست کاری ہندین اشارن اد یا موافق یا مخالف حیثیتس منز تخلیقی سرمایس ورتاوتھ وسعت دوان تہٕ یِہ خزانہ بُرتاوان ۔ یوٚتام ۱۹۵۶ءیس اندر شالیمن سُند زور گوٚو کم تہٕ ادیبن تہٕ شاعرن ہندین ذہنن منز گیہ اکھ بجلی کرنٹ تہٕ اکِہ نوٚ تبدیلیہ ہوٚیت زنم تہٕ شاعری بدلووہیٚنٛ مزاز ہے ۔ دُنیہس اندر تہٕ آیہِ فرائیڈس پتہ ایلیٹ تہٕ بودلییر بیترِ مطالعہ کرِتھ تبدیلیہ ۔ بے مانہ فن (ABSTRACT ART) تہٕ بنیوٚو اکھ وجہ تہٕ سارے دُنیہس اندر لوگ پرانین ر ہواثرن لرِ ہرن ، خیالاتن آو بنیُل ، پرانی تصورات پیٛیہ چھلہِ چھلہِ ۔ اکہِ طرفہٕ گییہِ جدیدیت تہٕ اکھی پرستار پادٕ ۔ عمومن زون شاعرو پنُن تجربے مقصد تہٕ بے مانہٕ لیکھنس منز ۔ یہ سُپد اردو ادبس اندر تہٕ تہٕ یوٚہے رُجحان ووت کشیر تہٕ کاشرِ شاعری تہٕ گیہ امہِ سٟتی متاثر ۔ زندگی ہندین شوبن منز تہٕ گیہ وسعت تعلیم گیہ عام ، مطالعہ سُپد وسیع ۔ ریڈیو تہٕ فلم وغارٕ بنییہ تفریحس سٟتی سٟتی ذہنی وسچارک باعث ۔ یوزن والین ہُنز منگ بدلییہ تہٕ لیکھن تہٕ وَنَن والین پیٹھ تہٕ پیوٚو اثر ، ذہن گییہ روشن تہٕ نوٚو عالم تعمیر کرنک منز لوٚگ تہٕ ہیتم وار یاہ گوٚو زن تہٕ میٹرِ بزی ۔ کینژن لوٚ ہن شاعرٕ ذاتن میوٚل دخود تہٕ پرانہِ کینٛہہ ذات تہٕ آیہ عام طور ترآوتھ ہیٹہ ژھنتہٕ یمن منز ونژن تہٕ مثنوی

خاص کرِتھ متأثر گیہ ۔ مثنوی آس فرصت منگان ، تہٕ نہ آس وقت وٲرِس
تہٕ نہ بوزن واٲلس ووٚنی ذاتھ رۆزمُت ۔ وۆرِنس اندر اوس یوٚہے لوٗر ریا جذبہ
بیانٕچ سادٕگی یتھ منز ابہام ، استعارٕ تہٕ پیکر بیتر ووتلاونک فِضا اوس نہٕ
موٗلیس بِکان سپدتھ اتھ مقابل گیہ لوکچہ نظمہٕ ، رباعیہ تہٕ ٹُکہ بیتر قبولِ عام
حاصل کرنس منز بجاے کامیاب ، یِم چیز سپدی اَتھ دورس منز ۔ رحمان راہی
چھُ پننِس اَکِس مضمونس اندر ییکِھہ ان تہٕ وضاحت کران :

" موٚختصر نظمہٕ ہندی ووٚہ چھہٕ وار یاہ ۔ بےٚ قافیہ ، آزاد ، مُعرّا تہٕ سفید تہٕ
کاشُر شاعری چھِہ یِم ساری ووٚہ زیادٕ پیٚھن انگریزی زبانٕ نِشی ہیٚچھمٕتی اگرچہ
آخری دٕ ہیس آو فارسی زبانٕ ہندِس " شعرِ سپیدس " کُن وُچھتھ " سفید " شعار
ناو کرنہٕ ۔ آزاد تہٕ مُعرّا گنٛزرنہٕ میٚنہٕ تہٕ الگ ووٚ ۔ آزاد نظم تلہٕ چھُ میون مُراد سۆ
نظم یۆسکی ساری مصرٕ رُکن منز کمی بیشی بادُجود اَکے بحرِ منز آسان چھہٕ ، یِلہ زن
مُعرّا نظمہٕ منز کُنہ مقررٕ بحر کھوتہٕ زیادٕ اہمیت مانہٕ مطلبس سیتی قدم رلاوِتھ
پکنہٕ کِس لہجس تہٕ لیہہِ ہندِس کِھسہٕ وسی آسان چھیہٕ ۔ انگریزیس منز چھیہٕ اچھہٕ مثالہ
بجایہ بجایہ ( مِلٹن ایلیٹ ) ۔ یتھ گوڈ کاشرِس منز چھنہٕ امیک تواریخ
یا ترُو اَٹھو وری یوٚت کیمیانہٕ [1]

بےٚ قافیہ نظم تہٕ چھیہ کینٛژن ووٚنہٕ گروٚوی چھُ باسان فلحال تھٕوکھ
سۆ ٹُلی تھے ۔ یتھے کُنہ ہۆک تہٕ سانیٹ تہٕ مقبولیتھ پراوِتھ ۔ اتھ برعکس
چھُ سفید [2] شعار ، شاعرن ہند توجہ پانس کُن پھیرمٕت " [3]

اِمہٕ بیانہٕ تلہٕ چھیہٕ اِمہٕ دورچہ تبدیلیہ واضح سپدان بیٚیہ چھُ یمہٕ نشان
نِکم کُم لوٚ صفحہ آیہ بارَس ۔

---

۱ تہٕ گوڈ سنہ ۱۹۶۰ ، ۱۹۶۵ تام ہیوٚو (ناظر) ۲ یتہٕ روٚود نہٕ یتہٕ جلون زیادٕ (ناظر)
۳ کاشر زبانٕ منز ووٚدتیقونک عمل (رحمان راہی ۱۹۷۵)

یہ چھُ نتیجہ دِتھ یمکین باتھ ادبی رجحانن ہُند یمو زمانو دوران کالہٕ پگاہ ریڈیو، فلم تہٕ کتابو دسی اَتھی دورس منز یود واتان رُود تہٕ اسہِ پیوٚو ہتہٕ برینا ورۍ یِن ہُند سفر کینژن ورین اندر ہے سطحے کرُن یتھ کتھ وارہٕ ہن خامین ہُند تہٕ عمل دخل ممکن سپدُن لازِم اوس۔

غزل یوس زَن اسہِ فارسی نِشہٕ محمود گامی ہِندِ ذریعہ میوٚن گژھ میٹھُر تہٕ رُوسل میرس تام واتُن یہ خالص لولہٕ باوُتھ بیٚتھ مجازی تہٕ انسانی عشقچ رنگینی تہٕ ... چھُ۔ مے ییتہٕ وژھ اَتھ نزاکت، جذبن ہنز تیزی، صفائی تہٕ شوٚد کاشرِ مہجورن تہٕ اَتھ سستی ہیتن اتھ اندر سیاسی تہٕ سماجی اثرات تہٕ جاے رٹن۔

کاشرِ شاعری ہِندِ ترقی پسند دورچہ آسہٕ کینہہ خصوصیژ یم زمانو دوران ورتھنہٕ چھیہ مثالے طبقاتی کشمکش، انقلاب، اشتراکیت، اجتماعی احساس، ساد بیانی، دسا بدستی حاصِلک آرزو، میٹھین خابن ہِندی نقش بیتر۔ یم آسی تمہ ویلہ یم موضوع تہٕ مواد پرٚ کامہ دوان آسی۔ وو چھیہ بنیادی ذاتچ تلاش، تنہائی ہِند باس، احساسک تہٕ تصورک سمٕن، بے قراری، غار محدود منزلک حصول، اتھ ستی کنایہ، رمز، ابہام، علامتیت تہٕ مانیک تھن تل تہٕ ہایہِ تھاونچ اکھ شعوری کوشش پاننا وُنچ عمل بیتر۔ یمہٕ سارے خصوصیژ چھیہ، تمہٕ یمہٕ زن میانی کینژھا اردو بیتہٕ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ رنگہٕ تمہٕ کھوتہٕ تہٕ جادے زورٕ شورٕ سان کاشرِس سارِے ادبس منز عموماً تہٕ شاعری منز خصوصاً اتھ دورس اندر وِحاطہٕ گرِتھ چھیہ۔

یُس کاروان اتھ دورس منز یمہٕ تبدیلیہ پراوان برونٹھہ نیرو یکان رُود تہٕ با اثر رُود تمن اندر چھیہ دینا ناتھ نادم تہٕ تمی سندی ستی باقر عارف، رحمان راہی، غلام نبی فراق تہٕ امین کامل بیتر۔ دینا ناتھ نادمن بدلاو ہیچ وقت زینتھ تہٕ لیچھ "ماجہ تہٕ بیٹھہ وین" تہٕ "بکچہ جیچھ بچھُن" ہشہٕ نظمہ۔ یتھے کتھ کوٚر باقیو اتھ پوٚ ستی باجبو تہٕ یم زن اکس ہیٹہ کاروانہٕ اکس صورتس منز

بۄنہہ برۄنہہ پکان رۄوی ۔ کأتیاہ ژھوکیہ تہٕ کأتیاہ چھ لۄمٕ لۄمٕ تہٕ پکان گمر نۄئی نۄئی دِلدار تہٕ حوصلہٕ مندر رفیق تہٕ گیہ اتھ کاروانس سیتی رلان تہٕ دمدار پأٹھی چھ برونٹھ پکان۔

اتھ سِلسلس منز چھہٕ یہ کتھ تہٕ ونٕنہٕ لایق زِ کأشرِ شأعری اِرتقاکس اَتھ منزِلس تام واتناونہٕ خأطرٕ کوٚر آزأدی پتہٕ "کونگہ پوش" تمہِ پتہٕ "گُلریز" تہٕ پتہٕ "نیب" رسالن بٔتیرٕ[1] اہم رول ادا۔ اَتھ لرِ لوٚر ییٚش کردار کلچرل اکاڈمی تہٕ اَمکِہ طرفہٕ شایع سپدن والیو "شیرازہٕ" تہٕ "سون ادب" رسالو ادا کوٚر یُس چھُپنہٕ مُشراونس لایق، ییٚمہ کِنۍ تمو پرتھ رنگہٕ اَدیبن تہٕ شأعرن حوصلہ افزأیی تہٕ مألی اتھ روٚٹ کٔرِتھ سیٹھاہ بٔڈ کأم۔

"ہمکال کأشری شأعر" چھیہٕ تمن ترٲری متین شمارن ہنز سوٚمبرن یِم سنہ ۱۹۶۰ پیٹھہٕ ۱۹۸۰ء یس منز گوڈٕ نِکرِ لٹہِ چھاپس کھٔتی متی چھہٕ۔ اِکنٕ یِن اَتھ اَندر مختلف قسمہٕ چہِ نظمہٕ، غزلہٕ، رُباعیہ تہٕ بیٚیہ تہٕ کینہہ چیزس یِم اَتھ دَورس دوران جان معیار ہیتھ شایع سپدتھ دہرس کھٔتی متی آسن تہٕ یِمَن ہُند پوٚت منظر تہٕ، ماحول تہٕ فضا تہٕ چھکاونہٕ آو۔ تہٕ کلہم اندازس منز آو تمن پیٹھ بحث تہٕ کرنہٕ تمی حدس تام ییتھ حدس تام میٚہ ییکھنک عملی اجازت یا حق اوس واتان۔ اتھ کتھ باتھِ منز اُفِ تہٕ میٚہ سأری شأعر زیرِ بحث تکیازِ ہیٚہتر چھُ پرن وألی کرن کلام وُچھتھے تہٕ پٔری تھے پانے فأصلہٕ زِ صورتِ حال کیاہ چھ رۄزِ منز اتھ دورس منز تہٕ کُس شأعر کتھ چھُ اوسمت۔

(غلام نبی ناظر)

---

[1] اخبار "وطن" تہٕ رۄد اتھ دورس منز سرگرم عمل

رسا جاودانی

۱۹۰۱ء — ۱۹۷۹ء

# غزل

پتھ کیاز گژھ ہے زِ یتھ کیاز مرِ ہے؟ چھُنہٕ اِنسانس پانس تام
دِل دِتھ اَدٕ کیاز دُور ہر زرِ ہے؟ چھینہٕ اِنسانس پانس تام

اوٕ ئے اوٕ ئے آخر سرِ ہے، صُبحس وننہٕ ہے گیتھ آسہٕ شام
ازہٕ لکہِ سیٚکھ منزٕ فرمان پرِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام

کلہٕ وال خالی جسم خانہٕ کرِ ہے، رِندٕ گئے بے خود پیتھ اکھ دام
عشقنہِ ہے خانہٕ پیمانہٕ برِ ہے، چھینہٕ اِنسانس پانس تام

سون راہ سون نہٕ کنہٕ سرتل گرِ ہے، گراکس وننہٕ ہے روپھ گوڈ تر ام
عامس تہٕ خاصس یکسان کرِ ہے، چھینہٕ انسانس پانس تام

یِی نوش گژھ ہس قی پانہٕ کرِ ہے، تاحق رسہٕ ہس لوگ الزام
دامانہٕ رٔچھی تھے سۆدرس ترِ ہے، چھُنہٕ انسانس پانس تام

(سون ادب - ۱۹۶۰ء تا ۱۹۶۲ء)

# غزل

دِلس منٛز چاٛنی تا شوقن گرٛم جاے
سرس منٛز زنتہٕ لوٗگ خیلو فرس آے

دلو عشقو پرہٕ زلوٗشہٕ آفتابو
میٚنہٕ پرتو چھلن چشم کاسان غنچہ ژھاے

چھُ عشقے شولہٕ ناداں کائینا تس
چھُ عشقے سارِ سمسارکُ زوٗل پاے

چھُ عشقے کارگاہس رنگ و رونق
چھُ عشقے کارگرتے کارفرماے

سنا کس عالمس منٛز ژٕ ڈٕ چھہِ ژٕجمتہٕ؟
دٕ کہٕ ارسال سٲری کس سنا دراے؟

قدم ڈاجباد رٕسہٕ ہس گاہٕ جارن
رٕ ڈُوٗن دامانہٕ عشقس رٕوٗد برجاے

(سون ادب ۱۹۶۴ء)

# غزل

یہ مَاگ سۄر تِھہٕ تہٕ پھاگنس منٛز اگر سہٕ میوٚن لۄٹھ یار ییہ ہے
میٚہ لولہٕ باغنس گولاب پھولہٕ ہن تُلی پھن زن بہار ییہ ہے

میٚہ زدن تمۍ دِیت میٚہ داد اپزُے، مگر سۄ ٹھا گۓ میٚہ شادٔ مانۍ
خبر دِلکۍ حال آسہٕ بے کیا؟ میٚہ لۄد تمنٛد اعتبار ییہ ہے

میٚہ ترآوی پرتو تیٚنٛدی خیالن، ژٕ ژٹھہٕ نیٚچم ترپھِ راتہٕ ہجر چ
نتے گنٛزرہٕ ہکھ بہٕ راتی راتس میٚہ تارکن ہنٛد شمار ییہ ہے

اگر سۄ ییہ ہم تہٕ دِل نہٕ رلہٕ ہن، میٚہ دادی بلہٕ ہن تہٕ غوصہٕ زلہٕ ہن
بہٕ راہ تہٕ ونہٕ ہس نہٕ کیا ژٕ یہ کوٚر ژھم اگر میٚہ دِنہٕ تس قرار ییہ ہے

غزل وَنان کیاہ چھُ جادِ دانی، کران دِلن ہنٛز چھُ ترجمانی
دُبارہٕ ییہ ہس گمِشُر جوانی اگر تمِس دوست وار ییہ ہے

(شیرازہ ۔ رسا نمبر شمارہ ۱۳، ۱۴ ۔ ۱۹۷۹ء)

## احمد زرگر

۱۹۰۴ء — ۱۹۸۴ء

# غزل

رنگ بالٕ ژوٗلُم تازٕ گُلَس — سُے میٚیہ دِلس کان
سنگ کالٕ ژوٗلُم رازٕ بلَس — سُے میٚیہ دِلس کان

مدٕ روٗس چھوکھ آم رآئِلَس — سِتیر کتہ مُم پان
اڈٕ گامُم زدٕ نشہٕ نابِلَس — سُے میٚیہ دِلس کان

نارٕ ژ ریٚہہ چھیم جسمٕ کَلَس — دمٕ بدم تیزان
پارٕ چہ زآلی نم سوٗزٕ ملس — سُے میٚیہ دِلس کان

گلہِ نیلہِ رنگ گوم صندلس — پیوم رنگہ زعفران
گلہِ زلو میٚیہ گے موٚ بلبلس — سُے میٚیہ دِلس کان

سعٕ نہٕ دانہٕ ژھونڈم نیکہِ ڈلس — باگہِ آم ممبر جان
دُر دانہٕ بیرُون آب وِگلس — سُے میٚیہ دِلس کان

بیہ دِرٕ میٚیہ نظراہ پانٕ ژھلس — پوٗرٕ کمہ سکان
شیٚیہ تہ داہ میٚیہ اُرسم مہرٕ چھلس — سُے میٚیہ دِلس کان

تکبرٕ ویٚورٕ ہیتھ ژاپہِ چلس — اندرٕ اُنٛس راوان
زلہٕ رٕی گیوٗز کوٗرٕ نفسہٕ ژھلس — سُے میٚیہ دِلس کان

ییٚی پانہٕ ہاہشتراُم جانہٕ میٚ لس — تی تھوٚوُم ارزان
بیگانہٕ وپان تو تہ لوٚ لس — سُے میٚیہ دِلس کان

احمد زرگر زاگ سِتلَس — لاگ غزل تھان
باغ رضواۓ نچہ خوٗرٕ وِلس — سُے میٚیہ دِلس کان

(کلام احمد زرگر)

# موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن

توٗت نار میٚیہ عشقٕنٕ در بدن    موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن
کوٗت واتہٕ پھ پوشپر گستن    موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن

یارس نقاب ہٕنٛد قلاب    نارس تہٕ نوٗرس اِضطراب
مارس شکارس تٕہ میٚیہ تن    موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن

ہرنے اُچھو کرٕ ہم نظر    ہرنے میٚیہ کوٚرٕ سرنٕ اثر
درٕنے یمن جودٕ گرلن    موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن

پردے اندرٕ چشم پیگراہ    دردے کران پوٗز کافراہ
دردے والان کردے سٹن    موٗت گوٚر یہ دِل میون صنٔورتن

کٔتر دون رو نحن گنترس میٚیہ لوٗر    مُتر الفہٕ قدٕ نے کرٕ سو حوٗر
ٹٔیز سنبہٕ لادنس تہٕ وُش نعطن    موٗت گوٚز یہ دِل میون صنٔورتن

کم حجامہٕ لاگتھ دِل رُبا    تم زام وُچھاں شام وصبا
بزم دِیت میٚیہ کمی سا مہٕ دِوَن    موٗت گوٚز یہ دِل میون صنٔورتن

ڈلہِ کیاز بلبل بُلہوس    تُھلہٕ گوٗد مُحو رنگٕ فانٕیس
پھولہِ باغ لقہ یک کاہلن    موٗت گو[illegible] میون صنٔورتن

عشقٕن دِتے مُشکس عروج    تشتس موٗٹے قدمُ الخروج
چٔتکن دِیم ژھیتِ دون کھتن    موٗت گوٚز یہ دِل میون صنٔورتن

درٕوگ ہیم اژُن درٕ جنتہٕ باغ    سرٕ وُگ چھارٕ چھنٕ لعل شب چراغ
ووٗگ گل پچھانٕنٕ عارٕ ضن    موٗت گوٚز یہ دِل میون صنٔورتن

ہیم نے گوٗ مٔت اصلک ندا    تم نے احد زرگر فدا
سمنے تمے سیتی واصلن    موٗت گوٚز یہ دِل میون صنٔورتن

(کلامِ احد زرگر)

میرزا غلام حسن بیگ عارِف

۱۹۱۰ء —

# سوگرئیلہ آدمن وِزہ زھال شۆنیہس

یہ آدم بلہوس نازک رنگٕ رۆپ
چھِ یمی خاکس اندر سۆنز منزل وِتی ہتھ
یمیس گردِشی اندر زوالس طمعہ ہکھ
دِلس یس بیٚڑِ زُلفہ چیہ ، الفتکٕ یٚرم
یمیس شرد بازہ ، لمہ ، آو آشنادی
بچپارس سر دِ نازِک پالٕنگ کھوہ بند
طمع یس زندِگی ہند ، شہوژن بیٚرٕھ
کران تاراج ملکن ، راج قومن
دِوان چھیپہ ساسہ بدی پانس کران عاش
اہتن مشتر مذہبن زُکمتر یمیس وگ
عقلٕ یس تیز ژنٕ دِل رُود چھہ پتھ
تلاں گرٕ عقلٕ یمیٖ ستر پر دِرازن
وسال ستی رَن اندر زھانڈاں سہرکی لال
کھساں متھزن نواں شنی ہس اندر زھال
یمیس لۆ فطرتہ کہِ تسخیرٕ چی تریش
تظرز بیٹھاں یمیس میٹھاں دِلیچ راے

لبالہ اکھ راز ہتہٕ بُدی پردس اندر
ملال ابلیس اتھۍ غلطی گمُژتہٕ چھم
نتہ سیرا اُسم نہٕ آدم زاد پُزی پأٹھی
کرتھ ہیکہ کار یم ہُشرمندٕ گری نم
ہمیہ اوس تس آدمس انکار یُس ڈوٗل
نہ سیتم یُس کٕنکہ پھوٗل یُس باتشبرووم
یہ آدم زاد ییٚمی بشنٕہ ہس جگر ژٕروٗٹ
چھُ ییٚمی سُند شور افلاکن اندر از
کران لبیک یس اَز زٕڈن تا رکھ
یٚمیسن ہیٚھ ناز وُنی کُن کائناتس
چھُ دُنی کُمن راج ییٚمی سُندٕ شش جہاتس
قوٗلول سے ہتھ ہادٕ ہم تسکین لبہٕ ہا
کمہ رلن بوسا بہٕ کرہ ہس سجُدٕ دمہ ہس
رہ لیس وسنہٕ ہا اگر تھوہٕ ہم سہ منظوٗر
بہ آدم زادٕ سُند قائل چھُ سے پوٗر
اگر سے فتنہٕ چھ پارگ تہ تلہٕ روز لیس
بہ مانن چھون نائیب منہٕ لاگس

( آگر دوتی —)

# رُباعیہ

سیٲسی دۆستی چھے کاغذی ناو
تۄہ حسرٕ فلکی پٲٹھۍ اتھ پیٹھ پان موساو
پکُن چھےٚ برونٹھ پکیٚنچ تھاو ضۄرتھ
چھُ وقتہٕ چہِ لہرِ دوراں غرضہٕ کےٚ واو



مناواں جشنِ شادی وُچھ میہ ابلیس
سیٹھاہ بر بار اَژنَس لوگمُت نلیس
دپاں تۄہۍ ج عقلہ وہ ذٲ ایمانہٕ چھی کھےٚ
کوٚڈُم مذہب پننُے، تٲرِم بنین پلیس

(انہار، خاص نمبر ۱۹۷۹ء)



وارِ پھۄلِ گُل ووت گُلدانس اندر
دۄرِ دانس، زُلفِ پیچانس اندر
پتھ وُلَس پھۄل دۄر اکھ ییٚناو گُل
ڈنجہِ دِل چھُس پھۄسنہٕ زولانس اندر

(رباعیاتِ عارفؔ)

# غزل

تیٚر قضیہٕ ہکہٕ رٹھہکس سیلنس ژٕٹم
آہ تہٕ ما کوٗر مس میٚیہ صبرٕ کٕرُوڈھٕ ڈُٹم

غاٗرتن دۄیمنم مہ غاٗرس باد راز
درد تھوٗوٗم پردس اندر چھیوہ کھٕٹم

لولہٕ ترر تھاوۄیوٗم جگرس منز ژٕچھتھ
عالمن وۄچھ عمرٕ گنڈٕ دستان ٹیھٕٹم

زاٗلی لوکہٕ پردہٕ درد ن ڈراو نۄن
یارٕ کنڈہن بستہٕ رد چمَ، ون ترٕ ژٕٹم

عاٗرفن دِترٕ ڈنگہٕ۔ ڈیجہٕ کس حال دِل
زاگ کمہٕ ہِیسہٕ ژھاگہ کی مس تُلی ژٕٹم

(سون ادب ۱۹۶۶ء)

دینا ناتھ نادمؔ
١٩١٦ء — ١٩٨٨ء

# نابدتہٕ ٹھٕوٕن

بِجلی بتٕرِ أندیٔ أندی مٕہُرٕ جوراہ
وٕہِکِس پیٛٹھٕ مٕہرٕ بٕزِ مٕہرا زراہ
ہُتھ کٔلۍ شِہلِس تَل ٹیٖکہٕ بٹٕنِجہٕ
وُنی دٕرامٕتۍ دٕوٕبٕ کیتھ چوکٕہٕ لیوٕ تھٕ
کٔس تال سٲلی وُڑِتھٕ أندٕری گُمہٕ ڈُلی
سوٕ نیٖلۍ مُشکن ؤرۍ چھِس وکٕہٕ دِیت
منٛز گامہٕ چھُ ہیٚچھوٚلمُت ژٕ تٕندٕن کُلۍ
نیٖلِس پٮ۪ٹھ وُزٕ تھتھراۓ
کلوپیٹرا ہا شرانس دٕرامٕتۍ؟
گٕلۍ دانس منٛز دٕوان ٹوٗرِ ینٛ پیٛٹھ
دٕوان سرفن ہٕنٛد آکارا ہیٚو
أندی ٹیکھی سٔدراہ شیٖشی ناگس
پیٚپوٗشس تھٕنہٕ پیوٗمُت بَرہا
بُتگرین چھوٚنۍ چھُو نی گوو واتہٕ أندٕری
مٕنیر چھُ باسان راژٕ ہٕنٛز باہ آسن
ہتھ پردٕس ہُتۍ کیتھ کیتھ ہِش

دوشوے دارپوکنہٕ اَچھ ہوراہ
گاگٕراہ بجہٕ گاگٕراہ مایہٕ ٹیٖدتھ
مُدیاہ ، ڈُنٹھ گُمبراہ ، گِلناہ
ریشم ، ریشم ، نرمی ، نرمی
کھہٕ پتہٕ چھ وُزھمِژ شِشنہٕ مانیا
بوٗنیاہ ، بجراہ ، ہیٚر شہجاراہ
سرداہ ، سبزراہ ، ہیٚیر وونہٕ ژاراہ
سونہٕ بچہرن ڈیھ تَح عرشس کھوٚت
داوٚ میتہٕ میٚریکھ دونٹھ لاے نارس
گنٹتی ما کرٚنس آلودیت

نگہٕ ہیے منز ستاید شُنز نتھنہٕ پیوٚو
اُچھ توٗر لیہٕ پیٚچھ تصویران
مُنز رِنہٕ کرٚ دٕہٕ دوٚہی رٕنش کتھ
ژُندرم لوٗستھ نہہ گٹہٕ اندر
چھوٚت رٕح لاگتھ سریم لوٚت لوٚت

ہُمہٕ کوہ دامنہٕ گرٕ ژ ھیچھ دِتھ کوٚت !
سحرس ہُتھی ہیے دوشلنی کھراہ
کنہٕ تہجہٕ چھ دونِ زیٚمِژ اوٚبرس
چھلہٕ چھانگر گُسیہٕ داوس زُلفن
گجھ سوٗرے گوٚد گھہٕ سرکہ باغس

ہنیرِ لوہٕ آوِ ج زاوِ ج ہیہٕ تقشر
منز باگن تھسراہ دوگنیاراہ

تا پد ٹیٹھ دہنہٕ ، ٹیٹھ دہنہٕ تا پد
چیٚچ شکنتلا بیہٕ مالیٖن کُن

( ژانزیچ گنکشٕ قطع کلچرل اکادمی ۱۹۶۸ء )

# کاٹھہِ دروازٕ بیٹھہٕ گرتام

پھرہٕ بکہٕ وٕنی پھُلیا  لکہٕ ارسا ہتھا
تارن پیٹھٕ پیٹھی  گٕنٕ جبہٕ جماہتھا
زٕنگہٕ ترٕیہٕ ہنزٕ گریکھ  تا پھا پھہٕ لوٗن
کھسہٕ مُنھٹھہٕ ہلما  زلہٕ وٗن زلہٕ وٗن
ٹکہٕ واوٕ جبہٕ کُل  رٕنگ وول سے ہتھ
موسُم ہاوس  پوٗزٕ چھوے ہتھ
توٗت کیا با چھُکھ  یونس پی ہنی
وُچھ دِتھ زن ترٕج  "مینہٕ گرتھِ پی ہنی"
توٗت کیا با چھُکھ  "ترٕیشا چمہٕ یا"
کترٕیوٗ گرٕ پھُٹ  "نوٗو گرٕ ہمہٕ ہا"
ووہٕ سائٕ مالیا  گوٗبرا ! ٹماٹھیا!
ڈیلس یونس  سورٕے دُنیا
توٗت کیا با چھُکھ  "بہٕ ترٕ وُچھ ماسائٕ لاہ"
"یونس کرٕ ہا"  "دِلہٕ ہُند ساسائٕ لاہ"
ووسٕتلُن زن پھُے  نُنٕھ ووپھر لوٗمت

تتھ کیا با پچھے — "وۄنی دِمہٕ ہا تھکھ"
کھوٗد رِبیسہ تَل — دک دک دک دک
"نا ووٗ کُدلٕسس — نکھ گوٗو تھکھ دِیٖن"
"آنس بُلبُل" — "مینہٕ گوٗژھ اکھ دِیٖن"
نوٗ جنغرا آفی — عملی ہیٚند ساہ
نفِ گاپی کیتھ — کاگنز دستاہ
توٚت کیا با پچھکھ! — "کتہٕ ہیکہٕ پکھی تھے"
ژوکہٕ ژنی ہیکھ نا؟ — "یہ چھپیہ تُز لاور"
"اِتیہ تیلہٕ اوبہٕ جی" — "اتھ چھتہٕ با ور"
"اِدہٕ وِیدی کاتُل" — "اتھ چھتہٕ مولُون"
یہ چھُ سونتک پوٗرُژھ — ژلہٕ وُن ژلہٕ وُن
"ہوش ہا گوٗ برا" — پچ لبا موجی"
اُڈی ہے پونس — پاوا لاجی
"پتھ کیا وِیدی چھس" — "اُچھ پوٗر ہتھوی نے"
"بیہ میاہن سان — پھوٗلی نے نوٗئی تے"
"ینیبر زلہٕ گوٗنڈ" — "تزڑ ہٕنی تا رکھ"
"ژہٕ ماجہ انگٕری اندر" — "باد امن گرتکھ"
"دوراں تہٕ گوراں" — "کینہٕ چھُنہ پروا"
"دنادہ تہٕ چھُ برگہ واں" — "سہ تھاوہ بس تشہہ"
اوٗنگوری اسماں — کاتزر پھُلیاہ
نوٗ جنغرا آفی — عملی ہیند ساہ
"کنہٕ تابہٕ کُے چھِم" — "ژھِچھی زہے ہٕنی مس"
"کوٹ چھِم کاہل" — دے میون زچھی نس

کہو چہ تلہ چھوٗت     وَن با لَوِ کیاہ؟
اَڈ یکُ سوٗل چھس     لوِ داہ (10) یا باہ (12)
شاُمس سیتی گوٗو     مُیل سوٗ تہ ئارس
نیلس زن ھوٗت     سوٗن اڑہ بارِس

لُچ سیہ ییٹھ کنہ     میٚہ چھہ چیانی ستھ
اجبہِ اچھ گاشو!     بہٕ ہا کھو نہِ للوتھ
ژٕ جبغرآفی     علمی ہیندساہ
لوِ کاپی کیتھ     کاگذ دستاہ
دوٗ ند میٚہ زوٗ ژینیے     گُمہِ چھی آہتہ
مالہِ چھہ پھلیزن     شرٕ کتین ژراہنہ

( انہار ۔ خاص ۱۹۷۹ء )

# غزل

یہ یارِ ہِندی اُمی امارِ کوٚرنم اگر تہٕ میون لولہٕ نار کرِ ہے
تہٕ حُسن زُودِ ہے تہٕ تاپھ کرِ ہے تہٕ عشق یاوُن نثار کرِ ہے

بُجر قدم تھاوِ ہے مُتٕن پیٹھ تہٕ یاوٕ نش بیہ گولاب پھوٚلہٕ ہِن
یہ شوق چوٚنے بہار بتہٕ ہے ہتا اگر زان قرار کرِ ہے

دِلس چھیوٚکھن آم اَنگ کٲتیاہ، جِگرٕ ژٕ ٹھِ ٹھِلی میٚیہ رنگ کٲتیاہ
ژٕ گرژھتہٕ لوٚت لوٚت قرارٕ میانے بہار انتن شمار کرِ ہے

انارِ رنگ ہیتھ گلالہٕ ووٚتھ شلیووٚ ژٕ ونتہٕ لگہٕ ہے سُہ کوٚت یامِن؟
اگر یہ کاتھہ دِلِ فگار کرِ ہے، اگر یہ کاتھہ داغدار کرِ ہے

رگن رگن سرمۂہ، رُمن رُمن تیۂہ، رُسبح نظر ہیتھ چھین شِہتریل
یہ میون شوٗد بوٗد چھو رنوٗ مبُر کرسے تہٕ گوتا نکار کرِہے

تۄنیر وُہال شوقہٕ چھ چھپنہٕ ییٚہم گہیے چھینہٕ زوٗرال گہیے گرٛدہال کم
تۆ ونتہٕ لوٗس قرار کرِہے جہار ییہٕ انتظار کرِہے

کجیر کلاس تُجتبس تہٕ وۄہ شِلُن، تنظر تہٕ رُسوا، حیاہ تہٕ ناٗدِم
یہ لول کوٗت تام لول کھۄتہٕ ہے! سیٚٹھاہ تہٕ زن گاٹہٕ جار کرِہے

(انہار۔ خاص نمبر ۱۹۷۹ء)

غلام رسول تازگی

۱۹۱۶ء ——

# تژٕ رنگ

## اکھ

(۱)

خدا ایس ستہ ہم عنوان آسُن　　فرشتن نِش تہند مہمان آسُن
مگر با ایں ہمہ انسان آسُن　　یہ گوٚو پیغمبری ہُند شان آسُن

(۲)

تمنّا گوٚو تمنّایے مُدینہ　　یقینک گوٚڈ تولّایے مُدینہ
محرٕن میم مِحمدٔ مَنم زٕ دلِیں　　یہ ہے گوٚو حمدِ مولایے مُدینہ

# زٕ

## ۱

نَبَس لوٗگ نار وِرَج ووٚلےیہٕ ووٚتھ واو
اَڈٕ بٔن لجُ بوٚتھ اَڈٕ بٔن ہُھٹ بوٚتھ گٔژھتھ ناو
میٚیہٕ دوٚن ہاتزن مَربر اندیشہٕ غمٕ ترآو
چھُ پانے واو ، پانے ناو ، دُری یاو

## ۲

ژٕریٚ کُن ڈیشتھ گرتھان سوسن گولابس
ژٕریٚ کُن ڈیشتھ یوان عاشِق شبابس
مثال یوسف زلیخا توٗئی وچھان خاب
اسان سمے تحانہٕ ہُتھ دوشلان شرابس

# ترٛیہ

۱

وہالہٕ گامس اندر قاعدٕ صبا آو
وتے کیازن تمنَ شوٗٹھن ببا آو
زنالو واجہِ اِنہٕ، مردو وگوہٕ کنہٕ
نیازن ڈیرٕ گے کو گرن وبا آو

۲

یہِ چھے اکھ وعظہٕ مجلس اَیُّھَا النّاس
گرٕیٕ ناساز چھم بیمار چھم ماس
وُتِھو کاشہِ اَتہٕ اکتاٗئی کٔرِو جمع
پٔرِو بیہ کُلمہٕ ساساہٕ اُسی کرو ناس

(سون ادب ۱۹۶۰ء تا ۱۹۶۲ء)

# رُباعیہ

## ۱

خبر چھم یہ کیازِ رُٹھکھ ژوٚر ہیوٚ ٹھُکھ ؟
زمانۍ گوم لوٚسِس پرٲری پرٲری
گُمہٕ چھم غاتہٕ مالِن تانہٕ باگے
گرس چھا کانٛہہ کرال ییتہٕ کٔنٛہ وُجارٕ ی

## ۲

ہواترو وُلن تہٕ گوٚو آبس تلکھ پیٹھ
ملکھ وُکتو نزلن تہٕ دِژ ابلکھ گرٕ لوٚہ ہیٹھ
سپہٕ ہمسایہ ہیوٚتُن واتُن ہیو واو !
ژٕ کس تل موٚختہٕ ووٚتھ رژھ کھوٚت تُھبن پیٹھ

(سون ادب ۱۹۶۴ء)

## ۳

غمن سنٛز گبراوِشُس یاد پیوم
پھیکھو پیٹھہٕ بوٚر زن ترووم کوٚڈُم واش
ژٕ ژھتہٕ زن درایہ اُڈ برس نارٕ وُزمل
گُھٹس زن ژاو برتھ تھوٚ اندرٕ گاش

۴

نَبس لۄگ نار وِج وولے یہ وۄتھ واو!
اڑبت لیٖج بۄہٹھ، اڑبت چھیٹ بۄہٹھ ٹکِتھ ناو
میٖہ ووٗن ٹاٹرن مہ بر اندیشہ غم تراو
چھُ پانے واو، پانے ناو، ڈُزی یاو

۵

سحر وقتن پھُلے لُجبشر چھیٖہ گوشن
چھیٖہ سنگر مالہ ٹھٗرکی پاٗکھٗ روشن
دِلن مشٗز یا محمدؐ پوشہ لٗورہن
زۄون پیٹھ یا رسول اللہؐ چھُ پوشن

۶

چھُہ اُزی کس فلسفس عٗلی مس ہۄ کھُے ناو
نہ چھیس گرمی نہ چھیس سۄزِش نہ چھیُس چھاو
تسٗنگ کڈ گۄش، گُمانن ہنٗز شِشر گانٹھ
قیاسک شِہ، تخمینک ترُن واو

۷

چھُ فبرفیشن اندر انگریزِ کأشُر
اتھو کنِز سوٗت کھتھو کنِز تیز کأشُر
بننِتھ حأکِم دباوال میز کأشُر
لمان ریڈس، گبوال گلُ ریز کأشُر

۸

ژیہ کُن ڈیشتھ ژیہنِز پوشن ڈلال رنگ
ڈیکچ درہ چیأنی توٗرہن دل کرال تنگ
یہ روشُن چون چھمُ تراوال چھوکن نوٗن
ڈُکھن کمجار کر! زخمن ہیٚم اَنگ

( انہار خاص نمبر ۱۹۷۹ء )

غلام احمد فاضل

۱۹۱۶ء ———

# زوٗنہٕ منز ڈل

بالہٕ پیٹھ کھسٕتھ دوٗن وُزھ بے اختیار آبس اندر
ییی ڈلس منز عام گوٚو ٹنگی اشتہار آبس اندر

ڈنگ دِوان وُلی وُلی کھساں یِتھ پاکھٹو کالے آمرن
مہرٕنبت آساں چھپیہٕ سحرن لارٕ لار آبس اندر

نندرِ وُزھ راٹپح جوانی، گاہ ہرلوٕ، روتُل چھنیوو
زوٗتہٕ وُلی مہرازٕ شوٗنگمُت کوٗر ہسیار آبس اندر

زوٗنہٕ گاشک ساز بے آواز آیکُ جل ترنگ
یی کنوٗ بوٗز نندرِ ہیوٚت ووتھ آبشار آبس اندر

دوٗرِ دوٗری گنڈی ویرِ وارو، جریبارو ہیوٚت گیوٗن
بالہٕ دامنہٕ ترٹشہٕ لگی ہپھرس کیٚو چنار آبس اندر

آئِنہٕ خانس منٛز سجوٗد ڈُلی حُسنہٕ چھے پرِدیے محل
وُڑھ لسیوٚ کنٛز وز ملو چھیوٚک موختہٕ ہار آبس اندر

وۄن نسیمن لوٗنچہِ تھاپھ دِتھ زوٗنہِ وس از ہے گِندد!
رۄف کرِو درگاہ ترو، ڈُنی وی میٛہ تارہٕ آبس اندر

بالہٕ پیٹھٕ ہر جایہ استقبالہٕ باپتھ لالہٕ وٗرایے
بروٗنٹھٕ وُتھی باغے نشاطُکی آبشار آبس اندر

کہکشاں ہیتھ، راتھ ہیتھ، تارکھ تہٕ صبحٕ وشام ہیتھ
حسنِ قدرتھ ہیوٗ تمبہ پروردگار آبس اندر

زوٗنہِ وُچھو وُچھی پہ تبکی ساری صنم لۄزایہ وُتھی
درشنس پراراں قطار اندر قطار آبس اندر

آیہ تارکھ چاندِ منٛز ڈُنی گرِیکھ دِواں سُبرایہ سان
زوٗنہِ وُچھو وُچھی تراٗنگی زاٗیکھ بے شمار آبس اندر

( سون ادب ۱۹۶۰ء تا ۱۹۶۲ء )

# غزل

پیترٲوِ کوتاہ حُسنہٕ کرِتھ ستم دوہے دوہے
دِل ہُمہنہٕ باپتھ پیاوِ کرِتھ صنم دوہے دوہے

عاشق چھُ زانتھ ٹاری ہندِ ین دل تہٕ زبان یوٚن
بدلوو اَکھ ہیٚٹھ لولہٕ ہتھو ڈرم دوہے دوہے

اکھ کعبہٕ، اکھ بُتخانہ دِلس شروٚپ تہٕ اَزکیٚ تام
نوٚو نوٚو بنیاوِ و میانہ ہنیج حرم دوہے دوہے

مے خانہٕ شروٚ پرُم تریشہٕ بدل گوس چواں گوس
بُنیٚ تو یہٕ کرہکی کھٹی میٚیہ سیٹھاہ قسم دوہے دوہے

یتھ واٴنسہٕ اندر توٚ ترِ کرِتھ تنک تہٕ شبہٕ میاٴنی
غاٴرن ترٕیہ تھنڈے رتشکہٕ کرِتھ کرم دوہے دوہے

(سیتاپُر مارچ، جون ۱۹۷۵ء)

غلام نبی عآرض

۱۹۱۶ء — ۱۹۶۵ء

## غزل

داس چھس یوہنگو      شب رنگو بیٚہہ !
یہ گرژھِ یومشٚ گو !      شب رنگو بیٚہہ !

سینہٕ مُژرِتھ شوٚنگو      یوٚلہٕ زخمن میٚہہ
لألہِ بییہ ہم انگو      شب رنگو بیٚہہ !

چاوٕ ناؤ تھس ٹنگو      کھیاو ناؤ تھس ویٚہہ
بالہِ وُیت تھم ینگو      شب رنگو بیٚہہ !

خوٗنہِ جگرٕ کہ رنگو      وِہہ کرٕی تھم ژیٚہہ
میانہِ باغہٕ کرکونگو !      شب رنگو بیٚہہ !

متہِ گرلوِ پڑنگو — متہِ انتم بیٚہہ
نتیہِ ژھارتھ یزنگو — شب رنگو بیٚہہ

نستہ خنجر کہ رونگو — گوٗرٕ کرلوِ ژٔہہ
لولہٕ سازٕ کہ چینگو — شب رنگو بیٚہہ!

سینہٕ کوٗرتھم سنگو — تالہِ گنڈتھم ریٚہہ
لولہٕ نارٕ کہ کنگو — شب رنگو بیٚہہ!

کالہٕ سر کیچن جنگو — دارِ زُلفن بیٚہہ
پاپہِ عاؔرض لنگو
شب رنگو بیٚہہ!

(کلیاتِ عاؔرض۔ کلچرل اکادمی ۱۹۷۲ء)

# غزل

اِشارِ چانے قرار رووُم ژِ یہ عاشِ عشرتھ میٚہ بے قرارٕی
میٚہ کٔرٕ فقیری ژٕ یٚہ بادشاہی، بہٕ مفلسی ہیتھ ژٕ یٚہ تاجدارٕی

قبیلہٕ ترٲوِتھ ژٕ یٚہ پتھ بہٕ ورالیس، ہیٚژٕم ملامتھ، تَچم ندامتھ
میٚہ پیٚژٕھ تہٕ محبت، ژٕ یٚہ دِ ہے تہٕ نفرتھ، میٚہ شیٚشر گیلن ژٕ یہ راضی سارٕی

قصوٗر کیا چھیُم، خطا کھوٗتُم کیا؟ بلایہ لگہٕ یو یو ہے وفا چھا؟
ژٕ دوٗرِ زاگاں، ہتَن تہٕ ہاژٕن، میٚہ چشمہٕ لوٗسُم ژٕ یٚہ پیارٕی پیارٕی

میٚہ دوٗہ کوٗ ہس پیٚٹھ ژٕ یٚہ تاز باوُن، میٚہ سوٗر مۆلمُت ژٕ یہ باغ پھۆلمُت
ژٕ یٚہ خال شوٗبان گولاب روٗیس، گو لالہٕ پانس میٚہ خوٗن جارٕی

ژٕ یٚہ شوقہٕ شاہی لباس لٲگتھ، شہانہٕ ڈرامُت نیٚن شکارس
خیالہٕ چانے بہٕ سینہٕ دٲرِتھ میٚہ برونٹھ پکیٚنچ کرُم تیارٕی

دِلس اندر چھیُم پیتے تمنّا، ژٕ میون مجنوٗن بہٕ چانٮ۪ لٲلاہ!!
ژٕ اور مٔس چیتھ میٚہ زوٗ اتھس کیٚتھ، ژٕ یٚہ آے ہُرِ نے میٚہ دَم تمارٕی

کمان ابرو، کمند گیسو، الٲندی ترٲوِتھ سُتھ پیٚہ مہرو
بہٕ خستہٕ عارؔض، شکارِ ڈیشتھ شکٲری آمتی ژٕ سیتھ ژٕ وپارٕی

(کلیاتِ عارؔض۔ کلچرل اکاڈمی سنہ ۱۹۹۷ء)

عبدالستار رنجور

۱۹۱۷ء

# تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے

کھسہٕ ڈُلہٕ ... ییتہٕ آے      تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے
آسن نہٕ فصہٕ ییتہٕ نیاے      تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے

ییتہٕ کاشرین تہٕ ہُر آئے
تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جائے

ییتہٕ زَن نہٕ آسہٕ نفسہٕ تھ      وہ گنیار دِہے عداوتھ
بس آسہٕ ییتہٕ کُنی کتھ      سہٕ ترار لول، محبت

حسد بدل چھ ییتہٕ ماے
تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے

ییتہٕ رُوح ضمیر آزاد      آسن خیال آزاد
ییتہٕ سارِنے کُنی واد      سارے دِوان پٔزس داد

اپزس نہٕ ییتہٕ چھپن جاے
تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے

آزاد آسہٕ سنسار      لوکن ترأن وہو ہار
آسن نہٕ دولہٕ دیوار      دیہ عقل سرحدن تار

ظلمس نہٕ ییتہٕ چھ کانہٕ ٹھاے
تتہِ میانہٕ کٔشیرِ وِتہٕ جاے

ییتہٕ کیٖنہٕ غوصہٕ نیران      ییتہٕ سریہہ تہٕ ماے نیران
ییتہٕ ہیندی تہٕ سکھ مسلمان      سپدن بارِ الندان

ییٚتہِ دوان دِلن ژلان ژھاے
تتہِ ہیانہٕ کشیٖرِ دِتہٕ جاے
نارس چھُ ییٚتہِ بتالہٕ نوٗر      ابلیس بہہال ژٕلتھ دوٗر
ییٚتہِ ہس پنٕز کُنٕ چھُپہٕ ہسہ بوٗر      شیٖشن برال چھُ رنجوٗر
چھاوان پھرال ہُکن ماے
تتہِ ہیانہٕ کشیٖرِ دِتہٕ جاے

( دوہ ترچ وُزمل ۱۹۶۸ء ۔ رنجوٗر )

# دردِ دِل

رِندٕ مردَن زِندٕ تھاوان دردِ دِل
زِندٕ تھاوِتھ چھیتہٕ راوان دردِ دِل

دردِ دِل پُتر ماے محبت لولہٕ زر
آدمس انسان بناوان دردِ دِل

دردِ دِل ییٚس گوٚو سُتتھ سینس اندر
تُور تس تارس بناوان دردِ دِل

انتظارس ہِجرِ فراقس رٔودیُس
وِزِ دِزِ تس وُزناوان دردِ دِل

دردِ دِل ہیتھ یُس چھُ ظُلماتس اژان
آبِ حیات تسُی چھُ چاوان دردِ دِل

... آیِن چھُمنہٕ خالی رنجورس خمار
... چھینے تس مٔس چھُ چاوان دردِ دِل

(۵ وٚہی زٕنح وُزمل ۱۹۶۸ء از رنجور)

## شمبوناتھ بٹ حلیم

۱۹۲۱ء

# یہ ما چھ بُستی؟

اُنیکھ سُدرس طُفان آمُت — گرانیس تام گرا یہ ماران
ملکھ شلکھ زن کران فلکس — گرا تزکِس پیٹھ گیہان ڈکہ زن
وُنل ہتے مشر ولان گاشس — دوہ لایہ کوتاہ کُڈر تہ مُشکل
اسان وِکھتراۓ سان گٹہ زُول — جکھان دوہ راتھ لوٗ سمتر تُر
وُنگان زن شال دُور کتہ تال — اُچھِن تہ اُنی سارِ سارِ کوتاہ
سوٗکوٗن تزولمت خیر کیپاری — نہنگ اُسدر دلمہ مُشر رِتھ
کُکل چھ رُٹمتر کو کاری پاٹھِن — تیار موکلاوہ ہن تنازے
بیٔہ عار پایٔ زن وُٹھتھ بیچن تل — سمندرس زن وُتار آمُت
وُڑاں یِتھے راتہ کرِل مُترد مُنزی — چھ پھینہ ڈیشتھ زمن اتراں نشہ
وچھِس تہ ڈال کھمبر کھنجہ کتہ چھلی — اُتی کوہا اکھ نبس کراں ہُبت
نحوٗ شکُ ولو یہ روت موکل — اُتی زیوٗ ساتہ ھیچھ نواں تزوک تل
بُھتِس دِواں پرِ تھ اُچھن دِواں تُنڈ — لوٗر وُٹھان کامہ دِہ کتین تال
کھران تس رہے تزران گاشِ پیچ — بیٔہ یار آ تز [illegible] سوتی نتھ
وِدل انان زِندہ کار والس — نمن بلاین کمن تھوین
[illegible] ہتر — کیپارکی، کوٗت تام واتہ ہم تل
بیٔہ اُتھتہ سُدرس طفان [illegible] — [illegible] کیا گاشہ سپے چھ زوتال
ملکھ شلکھ زن کران فلکس [illegible] — یہ ماچھ بُستی یہ ماچھ ساتہ حل؟
اُنیکھ [illegible] طُفان آمُت — زِدہ! تلاناوِ زِنتھ تہ بیٔیہ نم

(تنبہ، [illegible] ۱۹۷۰ء)

# غزل

وُنی متہٕ وُنی تو شیچھ بو دتوریچ
وُنہٕ چھیم کھسہٕ وُن یاوُن چھاوُن

ملکن متہٕ ساٜ دِیتو آلہ
ہمرازس چھیم وُنہٕ سِر باوُن

کھسہٕ وُنہٕ سِری یکُ نور وُچھِتھ چھیم
شامہٕ اڈبر چھیم وُنہٕ دوشلاوُن

پال ژادر پتھیٔ آلو دی دی
تس متہٕ کُری تو ہارس شراوُن

گلی شہلس تل شوٚنگتھ وتہٕ گتھ
شوٚ بیا کُنہٕ لاٚیتھ وُنہٕ ناوُن؟

تلہٕ ساٜ متہٕ کُری تو دوقی گانگل
از ماوتہ کیا بیہ از ماوُن

گُرثھی تو وُچھی تو ستر بہارکُ
پھلیہ مُتس کیاہ دِل پھرٕراوُن

زانہٕ یہٕ ستیچھ کتہٕ لُبد حلیمن
شارکُ مقصد دِل پھوٚلراوُن

( "نیب" اکتوبر ۱۹۶۹ء )

غلام نبی فِراق ۵۰

۱۹۲۲ء

# بُلبُلس کُن

عجیبے ژٕ چھُکھ بُلبُلو جانہٕ وارا !

میٚنہٕ خبری اندر آلوا شوخ لوٗیتھ
یہ دِل ساد دِلِ میوان پھلہٕ وآئی کوٚر تھن
ژٕ ہِس منز ژ یٚہ بد لوو تھن میون دُنیا
گُلو بُلبُلو سونتہٕ سبزار بوٚر تھن

یہٕ اوسُس پھِراں پرٕون یوٗنانٕی ڈرا ما
پٔتن یان مُشرِتھ پٔتن شوق چاوان
پَران زندگی ہُنز موٚدر پادشا کتھ
یِہنز نیاے نُوئر نُوئی دو تھاں نیاے ساوال

رُسیل راگ تے چاًفی رس دار آلو
کُنو یام بوٗزم دُژ یوٚت گوٚو شعورس
ہمیٚ دم بہٕ دوٚتس دِبیٚس عالمس منز
ہیوٚتُم ماگہٕ سے منز تُلُن حِص بہارس

کُلس تل رو پھے رو پھ چھُ یُس ہیر تے بوٖن
ژرٕ یہٕ مضرابہٕ لوٗیتھ پھُلے ہیُنز مییٚہ چھا وٕنی
دِلَن ڈوٗرٕ دِیت شوقہٕ چھن گانٹہٕ ہیرن
بہارس چھُ عادت نظرا وٕ را وٕ نی

ؤُچھِم سٕری یہ پر پزلان نیلس نبس پیٹھ
ہنا دوٗر پر یوٗن شیپن ہیو اوٚبر لو نگاہ
بہٕ زن ژراس محبوب ہیتھ وُشو اکس منز!
کھوٚتس لاٗنکہِ پیٹھ دوٚن ڈلن ٹُکنہِ موچا!

اچانک گٔژھس بر منز میاٗنی یارن
یہ خابہٕ وُڈِتھ گوو بہٕ بیدار سپدس
ترِوٕ شیشہٕ ژھٹھ ژرا یہ زن حملہٕ آور
لوٚبم یان تتہٕ تھے نیٖتھ وٕنی بہٕ اوٗکس

گٔژھس منز بہٕ چھِس دارِ دروازٕ ترٛوٚ پرتھ
سِتشر گانٹہٕ پر یتھ طرفہٕ زن شیشہٕ پر پرژلان
نبس اَز تہٕ ژادر وُلِتھ کالہٕ اوٚبر چ
ترُن واو دوہٕ ماجہ ہُند یاد پاوان

گتے یونہٕ وُتھراہ چھُ یتھ بونہٕ شاخس
بیٚہ چھس لاش زن پھاسہِ کوٚٹس اوٗیزان

پَنُن مد، پَنُن دوہ، پَنُن تَشان ماگُس
پَیس مشر بُرِتھ ناہ کانگر چھ ہانان



عجیبے ژِ چھُکھ بُلبلو! جانوارا
کرامتھ کران چھۓ مدِ ماقی آلو
حماقت مگر چون احسان مشرُن
وندس مشر بہ ہیپر لو وکھس پوشہ مرگو



( اُرچ کاشُر نظم ۱۹۶۸ء )

# غزل

یہ صبح وشام دوہے تۆو مشر رُچکاوِ، مٔہ زٕل!
زمانہٕ نحارٕ وشرکٕ ییم اُجشن مناو، مٔہ زٕل!

کتھا چھُ لولہٕ کتھا، بیٚہہ رتھاونٔدے شوقس
ژیٚیہ رۆس میٚیہ رۆس تہِ یہ دُنی یا دُکان سجاوِ مٔہ زٕل

زمانہٕ راس کرن یۆد ژٕ ہمقدم رد زکھ
نتہٕ اکاوِ طمع ہٕشدٕ راوِ باوِ، مٔہ زٕل

گُلالہٕ گاشہٕ صبح زن وُہال پھُھ کوتر رَتھ
وُچھو یہ لول تہِ کُسُ رنگ دِلس بناوِ مٔہ زٕل

یہ دُکھ چھُ میٚوٹھ موٗدُر، ہمس کھسان قرفکی پاٹھی
ملالہٕ ترٲو جگر کھاوِ سوتھ راوِ مٔہ زٕل

میٚیہ شوق شوق سِتٕھیومُت چھُ سینہٕ ہے اندر
یۆتام نہٕ چٲنی نظر دل جگر الاوِ، مٔہ زٕل

تمِس چھ از ترِ پینی شفقہ رٔنگی ہوس کوٗران
فراق پچانہٕ غمیچ دگ تہِ لولہٕ ناوِ، مٔہ زٕل

(سون ادب ۱۹۷۸ء)

# غزل

ہینی ژھو یہٕ ٲسی لوٚت لوٚت مارٕی — ییٚ ٲسی کانچھاں ییم باپارٕی
سنگ دل کوتاہ لاگان چھُکھ — ییتھ کاس چھُکھ مُژراں تارٕی
اتھٕ شہلاوہم اتھٕ پھہ دی — وکھ چُھنہٕ یاروٚ ییتھ بن چارٕی
بچانہٕ نظرن ہُند اعجاز — اکھ اکھ تٔہ ییہہ سیدم سوتہٕ ہارٕی
گرٛتہِ کھےٚ تراوِن زُوہٕ ہمتہٕ بار — ییم میٲنی ارمان گئے ژتم زارٕی
ییٚتہِ چھابوٚن کُٹ وُچھنس وار — نظرٕ کھوات ییٚتہِ نظرن وارٕی
تنٕسی نِش مُژراں زلو پریتھ راز — ینٔلنس شوقس ییٚم اتھٕ وارٕی
راتھ ییٚلہِ ڈیوٹھم، ڈیوٹھم خاب — یوٚ سہٕ کینٛہ کرٕ نم تیتھ اُشی ٹارٕی
کیتھ پزرس چھُکھ از ونہٕ وان — پریتھ پزرٕ پن گوو زنگارٕی
کیتھ پچھٲئی یوٚزکھ برٲنتس منژ — ہاوس ہیرن ٲتھی ننہٕ وارٕی
پرٛیتھ مژرن پریتھ دُنیا زوال — پریتھ مژرس ٲسی تیوٚ نگل لارٕی
صُبحکہِ واوو ونہٕ ہے کیتھ — ژہٕ تہٕ ماگومُت چھُکھ سرکارٕی

ونٕ سہٕ فراقا ون سپاتہٕ ہے
غم ہسون ماہ اوس زاہ آنچہٕ ارٕی

("نیب" دسمبر ۷۰ - فروری ۷۱)

ارجن دیو مجبور

۱۹۲۲ء —

# آدم نالان

فیچھ کھوٹ تجمُ دِلہ کین انھن منز
ترٹھ چھم بڑیڈی اِنسانی دِکمائچ
تمن بَجذبن کرن چھسم آبیاری
یمن پیمانہ گۓ لبریز صبرکی !

○

دَزاں رُم رُم چھُ اوٚند پوٚک سوٗری گومُت
اُچھن تل عالمابیس نارِ جہنّم
دِلیچ دُبراے سُدرن ہنڈی وہکھتی وِہ
چھِ گاشس منز گیمتر گاشس وُکرمُتی

○

قرارچ کتھ چھ مُشکل تیز گاہتر
چھ مُشکل ییتر آسان بے قراری
چھِ تھرہش ذہہتہ کین دیوان تخانن
خیالن ہندی یدکھ چھلہ چھانگرے از

○

اما سنہٕ آدمس گٔژھ مٕتر ونُن گوس
لسیٚکھ وتہٕ سپزٕہ چھِ راوان وۄہلی
چھُہ فلکو پیٚٹھۍ تٕرژان چھِس بٕریٚڈ نالی
سوٗ کھس رنگاہ دِلس گومُت پرِتھ ژر



نیٚیرِ کنہِ پۄشپراہ رنگہٕ دار شوبان
أندری پلوس پیٚمیٚژٕ رُم راٹھ سۄرتھ
ووندا ہ أندری بوڈان، ووتلان، راوان
زلواہ ڈرامتٕر گنڈتھ ہۄل کرتہٕ سودا



ژٕ یٚمہٕ چھِہ حُسنک بٕرما پنہٕ نٕے مبارک
میٚہٕ وُچھ اخر فنایی مۄل حُسنک
مگر ستھ روزِ وتھ یۄد کرٕتھ آس
ژٕ حسنس مۄت بہٕ چھس حُسنے حسن از



شرافت وُچھ میٚہٕ کھوٚنہٕ مٕتر سۄر بۄن ہیتھ
وَحیِم اچھی زندگی پھُٹ تسر گنڈی ہوی
یۄکُس واراہ وتی سنگرُ دستھ آے
أچھن تل چھُم زگتھ سورے ونے کیاہ ؟



میٚہٕ صبرس لوٚسی کوٚٹھ وَن چارِ کیا چھُم ؛
زمانکی رنگ رنگن ہنٕز بیٚہٕ زنگی

پکھورُس پاآزِہُیوِ پیومُت چھُ اِنسان
اَچھن مشز سکھ وُتل ڈیشتھ چھُ ترٛہران



پَتزر نیوٗمُت رٕٹھتھ بے گارِ لوٗگمُت
سِنزر گوٗو بے قلمی، ہو وُتھ تہٕ واران
ہِیمے تہذیبہٕ چِیٚ وَتھ یوٗد چھےٚ یارو
بہٕ کرٕ ہس وورِ گلی گنڈٕ ڈی تیٚمے نمسکار



وونُن اوسُم سپدُن اِظہار رووُم
تیٚنیُم یِروٗ شہر گوٗم سپے اماریرووُم
اگر نا وسیہٕ میٚیہ کیاد کوٗر راتس رٲنس
شعیر چھیا جیاکہ وقتہٕ جامن ژاکھ ما؟



قلا طوٗنیو! وونیو دلیو! اشتراکیو!
زُزُر آدمی رٕوتھس نوک پیا ۔ کرِ تو
قلمکارو! اَدیبو! شاعرو! سپے!
دِوال کس تام چیٚنم ہتہ چپیرِ وچھِتو!

(زانہار' خاص نمبر ۱۹۷۹ء)

# غزل

گاٹہٕ بجارس وُچھُسم نہٕ اَنتھے کانٛہہ
بے مہ کرزیادٕ گاٹہٕ بجارٕچ کتھ!

تاوٕ سٔیکی لبن دِزٕم منٛز جاے
ہرٕدٕ کالے تُجِم بہارٕچ کتھ

ناگہٕ راوان وُزِنی چھیہٕ گٲمٕژ تیز
بولہٕ دُز مٕژ چھیہٕ لولہٕ نارٕچ کتھ

کیٚژ وکھنے کرٕم تہٕ کوٚت سنیوس
فِکرِ ہاتر مٔژبِ اِشارٕچ کتھ

سمیہٕ سٕدرس اندر چھِہ پرٕوٗنی تاو
داوتیٚزان چھِہ کر تہٕ تارٕچ کتھ

یوٚد فراغت تہٕ فرصتھے رٲژم
شوقہٕ بتہٕ مٔنیے سُلی امارٕچ کتھ

والہٕ واتن چھہٕ والہٕ برٕ زٕ ھینز ہتہ
عآب باسان چھہٕ زارٕ یارٕ پچ کتھ

نوٗنہ سگہِ تہ دوٗال چھُہٕ شارٕ بہار
اکھ اَچھِر باوِستالہٕ مارٕ پچ کتھ

صاف، تہٕ شوٗد، رٕ بیچ کتھا کرٕ تو!
ترآوی تو ہے بیہ ترآوی جارٕ پچ کتھ

("سون ادب" ۱۹۷۳ء)

امین کامل

۱۹۲۴ء —

## ژٕ تہٕ بہٕ

ژٕ پَکھ تہٕ حوٗر یِراوِچ چھہٕ عاشقن ہمدم
بہٕ چھُس تہٕ کارِ دوگنِٕ عالمکی ژٕ یِٚ کُن سر خم

ژٕ چھَکھ تہٕ نوٗرٕ نوٚرت رَد رنگاں چھُہ جامہٕ گُلَن
بہٕ چھُس تہٕ نارٕ الاوس ریٚہن گندال شبنم

ژٕ چھکھ تہٕ پوشہٕ تھرن پیٹھ مشرر ونات بُلبُل
بہٕ چھُس تہٕ سازٕ بغلافن اندر تلال سر گم

ژٕ چھکھ تہٕ عالمکُ میزان چھُہ برقرار تمام
بہٕ چھُس تہٕ شورِ بغاوت چھہٕ زندٕگی سرہم

نصف شبس منیہ گییمُ نخابٕ چاٗنٕ سوٚ نِٕلُ موے
جواں چیٚشمہٕ، اجی نندرِ، تارکن منیہ دِ ترَم

سیٚہ منٚز سوتھِ منیٚہ اگر سنگ ژوٚٹ تہٕ افتاین
خیالہٕ چانہِ دٕتَن برنہٕ آیہِ گاشہِ لمحہٕ

یوٗتام چھوٗنہٕ ژنٛدنۍ موکھ مےٚ گاشراوِ دِلس
بیٚیہٕ داغ میون تخیل بیٚیہٕ لاگ میون قلم

یوٗتام میانہٕ فَنچ یاوٕگی چھ چھون سِپر
غلام چھون چھُ عالم ہُلبندِ چانۍ علَم

ہمیشہ تاز ازل بٲگرِن یہِ چانۍ نظر
نصیبہٕ روز ہٕتہٕ یتھ من سرایہ میانۍ قدم

(لوتہ پرلو ۱۹۶۵ء)

# نیتھہٕ نٕنۍ مانے

زُلفَن چانہِن ہُند گوٚن سایہ
ییتھ صحراوس میانی مایہ
رٔتیِ یا پچھٕ جِھَم چانۍ یاد
دلہٕ کٔس دروازس ڈُبرایہ



داون گوٚر شمعس بُلی گیُند
نیہ کیٚن ژانگیٚن وٕژھ تھتھرایہ
جِگرن کھاولہٕ داوِن ٹھان
کرِ کیا دِل چھُس ییٚو ہمسایہ



سوچنکو پیمانے گییہ تنگ
بییہ مائنہ کینہٕ تۄلیب وٕژایے
ہتہٕ سائبہ تہ کینہٕ بولُک سریہہ
ہتہٕ سائبہ تہ چھُس تھنزی ژرایہ
کمہٕ دوٚپ ییتہٕ چھِنہٕ آدمی بوے
یمہٕ کیا آدٕ چھا سارے ژھایہ؟

اچھرن ہُند زُلف نایاب
نیتھہ نُنِ مانے گاٹہٕ متی ضنایہ



ییتھ ہندرِس شہرس منز مییون
پڈ کپل حل تہٕ چھُ "بوڈ سرمایہ"

(لوٚتہٕ پریو ۱۹۶۵ء)

# کاوِ وِہُنم

میٚہ صُبحے دارِ بیٹھ اُکی کاوِ وِہُنم
دِلن دوٚ ہیٚمن سعہ از شُلہِ ژیری واتی
نِیا گریشُن ژلی گہلس ہیٚیی یا کھ!



میٚہ ژھیٚون مُت پن شہس ، ہوہس گو بوٚمُت
نظر ییٚتھی کُن تلاوٚن گُھسیہ ، تِھی گرژھان شام
یِہ گُمی شیطٲنی اتھہ ییٚتھی بازی تارِم
ضُحاکس میٹھی موٚنہ کرِنم شوٚعورس
سیہ شہار مٔنزِ تھوٚونم میٚہ کُچھہ وٲنی
یہ لُوچھ وُہی مہیانہِ زُ دِ کتھ کیٚت ژہ آیوٚ کھ؟
یہ وٲگ ، کتھہ خاصہِ بدلُس کُش پرٔین گومُت؟
نظر تلکہِ ہا نلیس کُن ، نب دُزِ کتھ پیٚوم
زمین آہم تہ سعہ تہ گیراں پیدہن تل
یہ چھُس وٲرانہِ وتہ ہٲران مُسافر
نہ خبر کتھ تاں وسُس پراراں بیٚہ مقصد



میٚہ صُبحے دارِ بیٹھ اُکی کاوِ وِہُنم
بیٚیہ سبزار ہے یہ آنگن رُود ہے ہے

نظرٕ پیٚیہ رۄدُم تہٕ یوٚت تاں موسمہٕ ڈوٚل
نظرٕ وأتٕرم تہٕ اُزٕہی کٔس اضطرابس
کرأنٛز مٔنز تہٕ چھیٚنہٕ لوٚد بٔرنزی شمارس
بنیا سنہٕ شام تامتھ تاو پٔتھرس ؟
ولن کٔمخاب پیاتاکہِ گُل اندام



میٚیہ دوٚپ رُمہ رُمہ چھینم کینٛہ انتظارس
تغوفلُ پیٚشیر ماشوقس پٔرچھے کیا ؟
یہ وأتسیہٕ سورِ بٔراتھن ؤلی تھیٚن پیتھ
چھیٚیہ نخاہِ چہٕ ژھایہ بیدآری ؤلیتھ نال
میٚیہ وچھ رٕوٚمی چھولیوُمت نغمہٕ گایان
"دپیوِمس سولیٛو ژھورُم لوٚکُم لو
دوٚلوٚتم یٚش نہٕ لگہِ زین ژٚھے میٚیہ ہاوس"
وُچھم سُنٛز یاسی شکرہاجہ زامت
دیان زامتہ بہٕ کراوسس نہٕ اَزٕ زاس
ہُنہ وُنگل عقلہِ ہنٛدِ شدرک غزأٔلی
ژھوٚرِ ژٚھے پیالا اٚکس مٔنز ہیتھ دیالچھٚیہ



بہٕ چھیٚمہٕ اگر ژھ میٚیہ تٔا نن ہنٛزٕ ہینٛز دگ
یمن سرقن زمٔرد گوٚو میٚیہ نایاب

